پھولے لجی عرشہِ زانپانس درُودن

فرشتو جری حد و رحمت سجودن

فضاھن ووتھ سبز سبزار پرزلاں

تھدین کوھن تھزر انہار پرزلاں

نظر کر عرش اعلیٰ ھن زمینس

تیمیس رحمت سراپا نازنینس

شہن ھوند شہ ابرار مولا

سرن ھوند سر سرِ اسرار مولا



# نورہ محور

وونن گو برس مبارک صد مبارک
شہہ دینس، امینس صد مبارک
کراں جبریل براندس گھ وچھونا
جراں اَنہار پوشو وتھ وچھونا
چھ تارَکھ نب ولتھ شاہ مدینسؐ
تیمیس شاھس تیمس در یتیمسؐ
حسینؑ زری علیؑ سندی ماہ تاباں
شہہ دینی بتولنیؑ نقش خوباں
تمیس شاھس اچھو گو ڈوِٹھ جاری
حسینؑ زری سمتھ آمتی چھ ساری
یمے وارث یمے اسرار دینکی
یمے تشریح یمے اظہار دینکی
یمے توضیح یمے انوار دینکی
یمے ساحل یمے پتوار دینکی
یمے آیت یمے ابواب دینکی

یمے حاصل یمے ارباب دینکی
خدا زانان شفیع المذنبینسؐ
تمیس رحمت سراپا نازنینسؐ
چھ یمی سنز ستھ زمینن آسمانن
چھ یمی سنز وَتھ ہدایت دون جہانن
چھ یمی سوند نور پرزلاں شش جہاتن
چھ یمی سنز آش معنی کائناتن
چھ یمی سنز کور بخشاں نور حورن
جراں کوثر تہٕ بخشاں طور طورن
سر یزداں، منور، نور یزداں
جراں عالم، کوہستان و پرستاں
چھ یمی سوند ناوٗ ناون گاشہ راواں
چھ یمی سنز ژھائے نورن گاشہ راواں
چھ یمی سوند دیوت شفاعت مہہ جبینن
ولان ژادر ووڈن سوی آب گینن
قدم تمی سندی جران جوین سراپا
نظر تمی سنز دواں روین سراپا

لفظ تمہ سندی چھ ورشاں پرتھ زمانس
زمینن، آسمانن، پرتھ فسانس
سہ محور نور و تابانچ، منور
سہٕ مصدر نورِ عرفانچ ، معطر
سہ چشمن گاش شاہ عالمینس
سہ رمزن آش یاسینس یقینس
تھزر تمہ سوند چھ باواں پانہ طٰہؐ
سہ یس چھے راضی تس چھی راضی شاہا



# مدحت نور و نور ہا نکل

شہ لولاک عرشک نور و محور
سرِ افلاک فرشک معنہ رہبر
سہ چھی باواں زمانن تے مکانن
سہ چھی معنی فسانن تے کمانن
سہ چھی محور مکانن تے زمانن
نگاہ لامکانس سوی چھ محور
رموز لازمانس سوی چھ محور
زمانن ہنز مرشیجی تسبیح محمدؐ
فسانن ہنز شہیجی تسبیح محمدؐ
مکانن ہنز نہج تمی سنز نظر اکھ
زمانن ہنز نہجی تمی سوند سفر اکھ
چھ سقراطن دوان معنی بیانن
چھ بقراطن دوان معنی خزانن
چھ افلاکن دواں معنی فسانن
چھ افسانن دواں معنی نشانن
مسیحائی تمس فرشس پرزلونی

شفا لفظن تمس عرشس پرزلونی
ندا تمی سنز ندائے آسمانی
صدا تمی سنز صدائے لازمانی
ادا تمی سنز اداہن گاشہ عالم
ردا تمی سنز رداہن گاشہ عالم
کتھن وزہ ون جمالک ساز وسنطور
اتھن اسہ ون جلالک نقش مستور
فرش تمی سوند زمینن نور بخشاں
کتھن معنی امینن نور بخشاں
قدم تمی سندی چھ رقصاں شش جہاتن
دوان معنی رموز کائناتن
شجاعت ژھایہ دامانس کران تھپھ
عدالت ساز و سامانس جران وتھ
چھ کاسان ظلم و جبرکی ور ژِھین منز
چھ رنزواں نقشہ پزرکی پر ژِھین منز
چھ مژراں بر پتھر پے متین نگاہو
چھ دفنان شر مژھیلی لفظو ادا ہو
فصاحت نفس فرقانچ کران کتھ

لطافت ژورِ شمشادس کران گتھ
امن سرِ نے زمانن ژھائے تمی سنز
شیہول اسۂ وِنی کمانن ژھائے تمی سنز
نظر تمی سنز کران صحبن منور
سحر تمی سوند کران عرشس معطر
نسیمس پے مشک گفتار تمی سوند
شمیمس لے رنگ و انہار تمی سوند
پھولان گل پوشہ وارین ژھایہ روزتھ
اسان نب عرشہ دارین ژھایہ روزتھ
جوین ژھاین چھ تمی سنز ستھ زمانن
اسن گراین چھ تمی سنز وتھ فسانن
چھ تمی سنز ژھائے عرشس نازنینی
چھ تمی سنز ترائے فرشس نازنینی
چھ تمی سنز وتھ رہِ اسرار مولا
چھ تمی سنز کتھ سر و گفتار مولا
چھ تمی سنز لے کران روشن زمانن
چھ تمی سوند پے کران روشن فسانن
زمینک پے زمانن ہوند مژر سوی

ہدی خوانن ضیا بار و اثر سوی

نظر تمی سنز مرشیجی رفتار واوس

ادا تمی سنز شیہول گل بار واوس

صدا تمی سنز صدائے عرش ربی

ردا تمی سنز عطائے عرش ربی

بدن تمی سوند گلن گلبار کرون

مشک پوشن چمن گل نار کرون

چھ تمی سندی زری زمانن ہندی نگہباں

چھ تہندی بر فسانن ہندی نگہباں

چھ تمی سندی زری زمینس تاب و زینت

چھ تہندی لے فسانس آب و زینت

حسنؑ امنک پیمبر نور حیدرؑ

فسانک تر شہید و ساز حیدرؑ

حسینیؑ درے حسینیؑ نور شاہا

حسینیؑ درے حسینی نور بطحیٰ

حسینؑ دیوت نووی معنی ربابس

کرن باوتھ طریق آن جنابسؐ

دژن لے کاروانس بزم سازس

جرین نوی پر کتاب عزم و رازس
عزم تمی سوند زمانن گاشہ راواں
قدم تمی سوند کتابن معنہ باواں
حسینؑ نیو پیام یار کربل
حسینؑ کور گل و گل زار کربل
حسینؑ دڑ پیامس زندگانی
تمی وڑ نے معانی تشنہ کامی
کرن حجت زمانن، تشنہ کامن
بری پیمانہ دینکی تیمی امامن
تیمی وون نے سراپا نقش دینس
جورن معنی حقس نظم و یقینس
چھِ تمی سندی زری نبی سوند پوشہِ دامن
چھِ تمی سند ۰ی زری معانی صبح وشامن
تمن پراران چھ براندس پیٹھ شہ دینؐ
تمن گاران چھ براندس پیٹھ شہ دینؐ



# امام زین الساجدینؑ

چھ آمژ دیدؑ چھ آمت پانہٕ صفدرؑ
چھ آمژ پانہٕ زینبؑ، نورِ حیدرؑ
حسنؑ آمت حسینسؑ بوسہ کرُن
نظر تراویو نبیؐ چھکھ توسہٕ جرون
صبر رنزواں شکر لتس گرایہٕ ماراں
نبچ سبزی ابر لتس جویہٕ گاراں
گل و بلبل وَناں رہی تشنہٕ کامس
نبکو تارکھ وَندان رَتھ لتس اِمامس
جوین ہندی نغمہٕ پراراں پوشہِ قدمن
سرن ہندی نغمہٕ ژھاراں پوشہِ قدمن
وڑر پراراں، وُچھان لتس نازنینس
چمن رِنزواں گلن ہندی مہہ جبینسؑ
چھُ دینک دود لتس شاہ حزینسؑ
شکر للہِ واں چھُ زین العابدینسؑ
کران چھِس گتھ مدینکی تشنہٕ تارکھ

دواں چھِس ستھ مدینکی تشنۂ تارکھ

وُ چھاں چھے زینب الکبریٰؑ ڈیکس لتس

پرواں چھے رونق بطحیٰ ڈیکس لتس

وُ چھاں چھس رویہ نازس ختم مرسلؐ

پرواں چھس روئے نازس ہفت ہیکل

صبر تمی سوند چھ شافی دون جہانن

شکر تمی سوند چھ شافی دون جہانن

کفر سوری چھُ لرزاں کس چھُ آمت

شرک سوری چھُ ترساں کس چھُ آمت



## ۷

# سبز منظر

یکایک گیہ صدا اللہ اکبر
بٹھین بالا ندا اللہ اکبر
یکایک پھول سحر حمدن سجودَن
کران وتھی گتھ ملک نعتن درودن
سبز کرسی، سبز لفظن کران گتھ
کتھل ابرو، مژھیلی روین کران گتھ
سبز فلکن، سبز وردن سبز رنگ
سبز آبس، سبز لہرن سبز چنگ
سبز آبس سبز خوابن سبز جوی
سبز بامن سبز دامن سبز روی
سبز شیہلس سبز شہجار اسۂ ونی
سبز ناخس سبز انہار کھسہ ونی
سبز سحرس، سبز مستی سبز تر
سبز باغن سبز بستی سبز بر

سبز باغن سبز نورک سراپا

سبز طورس سبز سورک سراپا

شیہول شہجار شیہجارک سبز رنگ

مزھیول انہار انہارُک سبز رنگ

سبز پیکر سبز آبا سبز نب

سبز بستی سبز رختاہ سبز سب

سبز بالن سبز کوھن سبز رنگ

سبز لفظن سبز معنی سبز چنگ

سبز وڈرن سبز سبزار پرزلاں

سبز پرین سبز زانپانہٖ للہٖ واں

سبز ژانگین سبز گاشک سراپا

سبز براندن سبز رختک سراپا

سبز لشکر سبز بستی سبز رو

سبز آبس شیہلی تارکھ جراں پرو

سبز آبا سبز اظہار ازلک

سبز خوابا سبز اظہار ابدک

سبز رنگ چھی وجودس نورہ منقل

سبز رنگ چھی سجودن طورہ ہانکل
سبز باشی کراں سبزار سبزس
سبز راڑن تھراں گفتار سبزس
سبز آیت سبز اظہار لفظن
سبز معنی سبز گفتار نغمن
سبز شیہلس سبز اظہار وقتک
سبز حرفن سبز تلہ نار بخشک
سبز لوچن سبز ویوہار دلبر
سبز رختن سبز شہجار کوثر
سبز پوشن سبز پیالن سبز مے
سبز خالن سبز نغمن سبز لے
سبز طوطس سبز گرمی سبز رنگ
سبز وقتس سبز نرمی سبز رنگ
سبز بدلن، سبز بونین سبز موکھ
سبز شیہلس سبز جوین سوکھ
سبز قلمس سبز مستی رمن منز
سبز لفظن سبز مستی بمن منز

سبز واوس سبز شیہجار گراین
سبز خوابس سبز انہار ژھاین
سبز آبس سبز میچھر سبز تر
سبز جوین سبز عالم سبز تر
سبز باغن سبز میچھر ہواوس
سبز پوشن رسیول سرسر ہواوس
سبز ہانکل سبز عرشس سبز بر
سبز فرشس سبز ووتھرن سبز تر
سبز لالس سبز پیالک سراپا
سبز قدمن سبز خالک سراپا
سبز ناگن سبز زم زم اچھن منز
سبز آبس سبز چھم اچھن منز
سبز بستی سبز بالس کران گتھ
مژھیل کوتر سبز لالس کران گتھ
سبز آلو سبز گفتار لالس
کتھن میچھر مژھیول انہار لالس
سبزوقتس کتھن بلبل کران گتھ

مژھیل ہانگل تیمن قدمن وَ ندان رتھ

سبز براندن سبز فلکچ سبز وتھ

سبز نادن سبز گرمی دِواں ستھ

سبز کوثر سبز بلبل سبز شتھہ

سبز بختن سبز رختن سبز تھہ



# سبز رنگ

سبز سبزار سبزارس سبز رنگ
سبز گفتار گفتارس سبز رنگ
سبز رفتار رفتارس سبز رنگ
سبز انہار انہارس سبز رنگ
سبز رختس سبز پیکر سبز تر
سبز خوابن سبز مستی سبز بر
سبز نغمن سبز لفظن سبز چنگ
سبز سازس سبز رازک سبز رنگ
سبز لبستی سبز بالن سبز پے
سبز پوشن سبز لالن سبز نے
سبز ہانکل سبز صافس سبز ور
سبز کرسی سبز قلمس سبز ہر
سبز آنس سبز آنکی سبز پرو
سبز آنکی سبز چشمن سبز رو
سبز باغس سبز نورک سراپا

سبز طورس سبز سورک سراپا
شیہول شہجار شہجارک سبز رنگ
مژھیول انہار انہارک سبز رنگ
اُمیدن ہوند سبز موسم چھ پرزلاں
کلین بامن مشک پوشن چھ رنزواں
اسان سبزی گرزاں انہار جوین
سبز شامن سبز رفتار جوین
سبز جوین سبز اسمان للہٕ واں
سبز سحرس سبز گفتار اسہ واں
روخن ہوند اوش سجودن مالہٕ کرون
سر بطحی درودن مالہٕ کرون
سبز واوک سبز بالن سراپا
سبز باغن سبز میون سراپا
سبز میوس سبز انہار رویس
سبز رویس مدر گفتار خویس
سبز خویس سبز جوین سبز نب
سبز مویس سبز روین تب و تب

سبز ناگن سبز جوین مژھیچ تیہہ
سبز مرگن سبز رکپچ قصیح سبز سریہہ
سبز بالن سبز دیودار اسہ ون
سبز یارین سبز انہار کھسہ ون
سبز زخمن سبز شراکھا اویزان
سبز نیزن بدن اسہ واں سبز تھان
سبز تیرن سبز گفتار نپہ ون
سبز لفظن سبز شہجار نپہ ون
سبز فرشس سبز عرشک درودا
سبز فرشس وزان جوین سجودا
سبز سجدن عرش للہٖ واں وچھونا
سبز عرشش فرش رقصاں وچھونا
سبز وقتس سبز رفتار جوین
سبز فرشس سبز انہار موین
سبز باغس سبز دستار اسہ ونی
سبز خوابس سبز شہجار کھسہ ونی
سبز خوابس اسیری نقش مستور

سبز خوابس سراپا رقص مہجور

سبز خوابن سبز بستی مدتیچڑ

سبز بستی سبز ہستی مدتیچڑ

سبز مستی، سبز جوین دوان پے

سبز ہستی سبز روین تلان کھے

سبز شہپر سبز شاھس سبز رنگ

سبز شاھس سبز جوین سبز چنگ

سبز شہرچی سبزمستی سبز چھن

سبز بستی پھولان غارن سبز پن

سبز غارن جراں کوتر سراپا

سبز لفظن سبز دفتر سراپا

سبز ساتھا سبز بالس پھولان گو

سبز بالس سبز پرچم اساں گو

سبز پرچم سبز فلکن سراپا

سبز رختا سبز ملکن سراپا

سبز جوین سبز قالینہ ووتھرژ

سبز کوثر سبز سازینہ ووتھرژ

سبز شہجار پھولہ راواں گلابن
سبز شہجار مشکۂ کاواں سرابن
دوان پے ژونڑ مورن تریشہ تریلن
بھران رس جوڑ جوئے مس عنابن
دوان میچھر خزر خوشن نگاہو
دوان بلبل اثر ہوشن نگاہو
ژنن پوشن تہ اسۂ ونی ژیرہ رادن
نژن جویا گیواں ووستن خرادن
وسان رس جویہ رقصاں شاہ تلن منز
اساں رنگ بویہ ابساں شاہ تلن منز
نژان آسمانی وڑرن ہی تہ پھی پن
دزاں لوکچار کومرین مثلِ گل بن
سبز شہجار کولہ رادن دواں سگ
سبز شہجار گو نماتن تلاں دگ
سبز شہجار ظلماتن کران زول
سبز شہجار نغماتن دواں طول
سبز ژادر سبز پرچم سبز نب

سبز صحرا سبز بستی سبز سب
سبز اضمس سبز وڑرن سبز تپ
ولتھ ژندرس سبز قوسیں سبز نب
سبز کعبس سیکیول اسہ واں مدر ے
سبز باغس شیہول باراں رمن پے
سبز زمزم سبز نظرن سبز تیہہ
سبز خوابن سبز وردن سبز سریہہ
ونان لالس مژھیول بلبل خبر کیاہ
اتھو آیل ونان زایل خبر کیاہ
صبح پھولہ ون سیکیول اسہ ون شیہول پے
عجب خوابس شہرنپہ ون مژھیول پے



# سبز سراپا

سبز رَنگ وچھ گلابن ماہ تابن
نووی رنگ لیوکھ امارن آفتابن
فسانن لیوکھ سراپا لولہٕ نازن
نووی عالم گناں گو سرمہ سازن
خد زاناں چھ لفظن ہوند سراپا
نبی پیران چھ پوشن ہوند سراپا
سراپا گو سبز انہار فلکن
سراپا گو مژھیول انہار فلکن
سراپا گو کولن ہوند تازہ چھم چھم
سراپا گو ویداکھن سازہ شبنم
سراپا گو حدیث دِلربائی
سراپا گو مقام مصطفائی
سراپا نورٕہ زانپانک سبز رنگ
سراپا طورہ گفتارک سبز رنگ
سراپا گو بدر وسہ ون مسیحا

سراپا گو کوہس کھسہ ون مسیحا
سراپا گو صدائے ذی العشیرہ
کتھن باواں ردائے ذی العشیرہ
سبز ناون سبز نارک سراپا
سبز خوابن سبز غارک سراپا
دواں براندن سبز انہار اسہ ون
پھولاں دارین سبز لوکچار اسہ ون
وناں طائف سبز دِلدار وچھ ھن
وناں خیبر شہہ ابرار وچھ ھن
سراپا گو شیھول لوکچار اسہٕ وُن
جوانی گیٖ سبز تلہ نار دزٕہ وُن
سراپا گو کوھک ایستادہ آسن
سرو آسن قد شمشاد آسن
گلن منز گل گلابک مشکہٕ داماں
سر یزداں پرزلون عشقٕ پیچانص
گل لالک کمر بند رشک سنطور
درین دنیا مہاجر رقص منصور

سربالین نگاہ عشوہ ساماں
سرمحفل نگاہ پاک داماں
سبز خوشبو سراپا ساز خوشبو
نظر خوشبو نظارن راز خوشبو
گلن خوشبو گلن ہوند ناز خوشبو
صبح پھولہ وئی ھواون ساز خوشبو
حرف خوشبو گلابن مشکۂ دامن
سبز وتھرن سراپا تازہ دامن
ابر رقصاں ستارن گاشۂ دامن
شبن رقصاں نظارن آشہ بامن
سیکیول پھولہ ون بہارن تازہ بامن
سبز آبس سیاہی سرمہ ٹارین
نبس اسہ وُن سبز انہار شامن
پکان لوت لوت گنداں ژھاین تۂ گراین
وسان آنگنی گیواں گلریز ژھاین
مژھیچ زونا مژھیل انہار رقصاں
کتھل پوپنر پرواں انہار رقصاں

مڑھیل آنگن شیہل انہار خوشبو

شیہول بامن شیہول اظہار خوشبو

شمع خوشبو تہ دزِہ ون نار خوشبو

دزِتھ پے متی مڑھیلی انہار خوشبو

شہن ہوند شہہ شہہ شاہباز خوشبو

کتھن ہنزر یہہ اُتھن ہوند ساز خوشبو

سرن ہوند سر سرن ہوند راز خوشبو

دمن پرپڈاں دم دم ساز خوشبو

برس خوشبو وِٹس اظہار خوشبو

شہیلی براندس شیہول انہار خوشبو

مڑھیجی دارین وزاں گل نار خوشبو

گہے ژھاین کراں اِقرار خوشبو

ونان گراین چھ یُسینک شیہول تر

پیوان ژھاین چھ طُسنک شیہول تر







# درُود

سلامن ہنز سبز جوڑ وڑھ جہاتن
درودن ہوند سبز رنگ پھول قناتن
سلامو کور سبز سحرس مبارک
درودو کور سبز شہرس مبارک
سلامن پھول سبز شہجار لفظن
درود جور سبز انہار نغمن



# معنی عشق

اگر زانکھ تۂ عشقی راز دینک
اگر مانکھ تۂ عشقی ساز دینک
اگر زانکھ تۂ عشقی نار ویتراں
اگر مانکھ تۂ عشقی سینہ کتراں
عشق قرآن عشق فرقان عشق مے
عشق طٰہٰ عشق یٰسین عش لے
عشق دریا عشق ساحل عشق سنگ
عشق ظاہر عشق باطن عشق رنگ
عشق قاہر عشق جابر عشق غم
عشق حاضر عشق ناظر عشق برم
عشق دامن عشق جامن ورن ور
عشق کوہن عشق بالن صنوبر
عشق کوندن بدن ذرۂ وُن سراپا
عشق غارس کھناں بدرک سراپا



# معرکہ اوّل

بدر چھی آنہ ایمانک طھورک
بدر چھی آنہ پیمانک ظھورک
بدر چھی رقص ہستی کن فیکون
بدر چھی تشنۂ مستی کن فیکون
بدر چھی ساز و سامانن کراں ژھین
بدر چھی لطفہ افسانن کراں بین
بدر گو نار نمرودس وسن منز
بدر گو سحر فرعونس پھرنی نز
بدر گو خار دامانی کرنی چتھ
بدر گو ساز ایقاں رمز ایقاں
بدر گو راز ہستی تازہ پیماں
بدر گو نو بہارن ساز بخشن
بدر گو تشنہ ہارن ناز بخشن
بدر چھ تیغ و بن دین و سجود چھ
شب اسریٰ تۂ تطہیر و درود چھ

کڑان چھی نون صدیقین راز دارن
دوان چھی پے رفیقن دلفگارن
بدر چھی مصطفائی شین کنارن
بدر چھی مجتبائی نوبہارن
بدر چھی آنۂ ابساں مصطفائی
بدر چھی جانۂ رقصاں مجتبائی
بدر چھی روح قرآن ساز یزداں
بدر چھی نور اول راز فرقاں
بدر ژھیوران چھ نارن فتنہ کارن
بدرن رنزواں چھ نورن اشکہٕ بارن
بدر گالان چھ فرعونی کمانن
بدر زالان چھ نمرودی نظامن
بدر والاں چھ ہامانی عمامن
بدر دفنان چھ قارونی خزانن
بدر شیران چھ در ابر بہارن
بدر نیراں چھ طے کرون جہارن
بدر میداں سراپا راز ہستی

بدر پیماں سراپا عشق و مستی
بدر سجدن دوان معنی نووی پے
بدر لفظن دوان معنی نووی پے
بدر گو چاه یوسف ماه کنعاں
بدر گو نور بطحیٰ تر بداماں
بدر گو رقص تابانی مدر خوے
بدر گو اشکِ نورانی مدر جوئے
بدر گوشش جہاتن گاش شیرن
بدر گو نور ابسن کائناتن
بدر چھی کار یزدانس سراپا
بدر چھی ماه تابانس سراپا
بدر چھی تشنہ کامن آشہ دامن
بدر چھی رقص صحرا گل بدامن
بدر چھی شعلۂ کالچ پیش بینی
بدر چھی پوشہ بالچ ہم نشینی
بدر چھ سیر یزدان نورٕ ہانکل
بدر چھی عہدو پیمان نورٕ ہانکل

بدر فتح میںنچ پیش گوئ
بدر رزم حتینچ پیش گوئ
بدر امنچ ضمانت شش جہاتن
بدر درس صداقت شش جہاتن
بدر حکمت عدالت رہنمائی
بدر نصرت شرافت مصطفائی
بدر جانچ ضمانت بد اسیرن
بدر علمچ وراثت نبی بصیرن
کران واضح اصول حرب و ضربن
دوان عزتچ ضمانت مردہ بدنن
بدر هاواں جہانس پاسداری
رسوم حرب و ضرب و رستگاری
بدر چھی ساز امنک راز امنک
بدر چھی تازہ کارن باز امنک
بدر چھی آنۂ سازن ناز چمنک
بدر چھی نو بہارن راز چمنک
بدر والان چھس منز بدنصیبن

بدر کھالان شہس منز تھود حسین
بدر شمس ہدایت نظم وحدت
بدر عزم نجابت اصلِ رفعت
بدر تھاواں بنائے دین و حرمت
بدر ہاواں صراط عشق و نصرت
بدر ایثار و صبرچ داستانا
بدر انکار و جبرچ داستانا
بدر انکار جبر و سود خواری
بدر ایثار و صبرچی داستانا
بدر انکار و جبرچی داستانا
بدر انکار جبر و سود خواری
بدر اظہار پزرو رستگاری
چھ پراٹان مول ظلمس پادشاہی
پتھر پے متین دوان چھی دستگاہی
تھزر بخشاں غلامن بے زبانن
پتھر والاں رزیلن بے لگامن
بدر گو ارتقائے زندگانی

بدر گو ارتقاع زندگانی

بدر بنیاد تہذیبس شعارس

نوس روحس نوس علمس وقارس

بدر تنظیم نظمچی روح دتنچی

بدر تعلیم عزمچی شرح دتنچی

بدر تدبیر علم و افتخارچی

بدر تصویر حسنِ ذی وقارچی

بدر مڑراں غلامن گنڈ ترین ہندی

بدر پڑناں غلامن کنڈی گرین ہندی

چھ لیکھاں رقص آزادی غلامن

دوان چھی عزو حرمت تشنہ کامن

بلالنی درے بلالے معنہ بدرس

چھ حرمک بانگی رنزواں معنہ بدرس

عطا کرنس جلالن سرخروئی

مدنی لالن فروغ باوفائی

تھزر تمی سوند تمس شوبان مثالی

کتھن تمی سی عطا گو نقش عالی
چھ حرمک بانگی آزادن نگہدار
کراں چھس گتھ تمس رویس علمدار
تمس عظمت عطا کر پانہ نبینؐ
تمس رفعت عطا کر پانہ نبینؐ
غلامن شان بخشین معنہ بخشن
زمام و آن بخشین معنہ بخشن
ہرِتھ پیومت نفاق و کذب فاسق
دزِتھ پیومت نفاق و کذب فاسق
سری لشکر غرورکی کفر و شرکی
وسِتھ آمتی ژھری افسانہ کزبکی
بدر تراوان بنائے علم و حکمت
بدر ہاوان زمانن رشدت و رحمت
بدر بخشان اسیرن گاش چشمن
دوان فکر و نظامت آش چشمن
بدر چھی حکم ربی دل قرارس
تمس نیس تمس روح بہارس

تمس عالی مقام و ذی وقارس
تمس مازاغ شمس راز دارس
چھ بدرک سجدٕہ سجدن گاشراواں
چھ بدرک سجدٕہ عرش بانبراواں
چھ بدرک سجدٕہ لط کنت کنزا
چھ بدرک سجدٕہ ابرکس آبہٕ ناوان
چھ بدرچ جوٗئے زمانن ناز و نعمت
چھ بدرک روٗئے زمانن پزٕ امامت
چھ بدرچ زمانن ساز و الفت
چھ بدرچ بانگ وٕزنان خفتہ روحن
کران بیدار مردن تشنہٕ رُوحن
چھ تراوان کن نیس نظمس نظامس
یہِ شیران وتھ نیس بزمس قیامس
چھ بدرک بانگی بخشاں معنہ بانگین
عطا کرُون نووی پراگاش ژانگین
دوان چھک درس عشق و دینداری
ونان چھکھ کیا چھ راہِ رستگاری
دِوان چھکھ معنی گفتارس کلامس

وناں چھکھ معنہ تھزرس تے پیامس
کران روشن دِلن چشمن غلامن
تھزر بخشان نحیفن بے زمامن
چھ آزادی بلالنی بانگِ باواں
چھ حرمت تہٕ عزیمت گاشہٕ راواں
چھ عشقچ حد بلالنی بانگ واللہ
چھ دینچ حد بلالنی بانگ واللہ
یہِ دینک تر وجودکی معنہ مژراں
یہِ روحکی بر سجودکی معنہ مژراں
رُوحن ژھیوران زمانچ تشنہٕ کامی
تھزر بخشان غلامن نیک نامی
بلالنۍ کتھ حدیث یار واللہ
بلالنۍ وَتھ پزیوک اِظہار واللہ
بلالی چھی سر اسرار بوذرؓ
بلالچ چھی رُخ انوار بوذرؓ
بلالی چھی رخ سلمانؓ و حیدرؓ
بلالی چھی مہ اسمان دل بر



# زینت ہر دو جہاں باغ علی

رُخ حیدرؑ رُخ انوار مولا

سر صفدرؑ سرِ اسرار مولا

چھ اسرارن سرِ اسرار حیدرؑ

چھ اِظہارن نووی اظہار حیدرؑ

چھ اقرارن کران معنی عطا سوی

چھ انکارس نوِی اطوار حیدرؑ

تمی دیوت ذی العشیرس معنہ یکسر

تمی روٹ وقت ہجرت شانۂ بستر

صدق تمی سند صداقت گاشہٕ راواں

عدل تمی سند عدالت گاشہٕ راواں

حیا تمی سند جہانس شوب بخشاں

صدا تمی سنز چھ شرکس بانبراواں

پھرن خیبر تلک پیٹھ گو فسانس

ژٹان وولن ندا گیہ آسمانس

سلونی وون تیمی شاھن جہانس

علم تیمی سوند فصاحت لس بیانس
چھ عرفانکی سری انوار تمی سندی
چھ عرفانس گہاں اطوار تمی سندی
خدائن دیوت تمیس دست کروفر
کرارس وون تمی روح مظفر
معطر کور تمی بیت المکرّم
منور کور تمی بیت المعظم
تمس مشکل کشائی لانہ لیکھت
تمس دست شفائی لانہ لیکھت
چھ تمی سی ناوٕ حیدر دست اکبر
چھ تمی سی ناوٕ صفدر دست اکبر
بتولنؑ شہہ شہ و مولا علی چھی
حسینن مہہ، شہ و مولا علی چھی
حسینسؑ چھی سری اظہار تمی سندی
تمس شاھس سری اطوار تمی سندی
حسنؑ انچھ ضمانت جان حیدرؑ
حسن روح سخاوت جان حیدرؑ

چھ ڈیکھی شان زینبؑ بنت زہراؑ
حسینیؑ آن زینبؑ بنت زہراؑ
زمانن دڑ تمی تفسیر ڈیکھی
مکانن وجی تمی تنویر ڈیکھی
تمی وزی نے سر زنداں حقیقت
تمی جرہ نے سر زنداں فصاحت
سرِ دربار تمی کڑ تئ شقاوت
ظلم، انی گوٹ تۓ تبزیر و عداوت
دیڑن دینس نوی توقیر و حرمت
ژوٹن کینس سوری نخوت تۓ حشمت
سہ چھے حشمت سہ چھے تنویر حیدرؑ
سہ چھے سطوت سہ چھے شمشیر حیدرؑ
سہ چھے نزھت سہ چھے تصویر زہراؑ
سہ چھے رِفعت سہ چھے اکسیر زہراؑ
سہ چھے رحمت سہ چھے توقیر زہراؑ
سہ چھے عظمت سہ چھے تفسیر زہراؑ
چھ زہراؑ گاش چشمن مہہ جبینسؑ

سرِ اکبر، امام المرسلینؐ
چھ رُوحس منز تمیس رقصاں خدیجہؓ
چھ یمی سوند ڈوکھ جیپس نفس دینس
تمیس براندس کران چھی گھ ملائک
تمیس پوشو جران چھی وتھ ملائک
تمی ءکر دِلدِہی تس ناز نینسؐ
تمی وچھ لطفہ ژادر مہہ جبینسؐ
چھ تمی سوند نور نورانن دواں تر
چھ تمی سوند براند فرقانن دواں تر
علمدارن میہ باویم راز دینکی
نظر کرنم تۂ ہاویم ساز دینکی
وونن توحید و تکمیل رسالت
وونن خیر کثیرک تر سخاوت
وونن دامانہ رڈ تولتس نبیؐ سوند
یمس رحمت سراپا تس امیؐ سند



# چھار یار باصفا

رٹیو دامانہ مردن ژون ستارن
تیمے دن تار اُمتس وقت کارن
تیمے انزرں نگاہو نیائے امتکو
تیمے کرنے وسالت پائے امتکو
تیمے رہبر تیمے چھی خیر امت
تیمے شہ پر تیمے چھی رمز حضرتؐ
تیمے حافظ نگہباں نفس دینس
تیمے عاشق فدا چھی مہ جبینسؐ



# یارِ غار

پزر سوری پزر صدیق اکبرؓ
چھ یار غار افسانک معبر
تیمس وون پانہٕ ذاتن ثانی اثنین
تمس جور پانہ ذاتن علم و تمکین
صدیقس یار غارس نوبہارس
عطا کرنے امامت ذی شعارس
گواہی دِژ تمہِ معراج نبیسؐ
سوری کورء نے فدا قدمن نگارس
شفیع المذنبینسؐ ذی وقارس
شعورس لے تمس منز نور فرقاں
تمیس روحس پرزلون نور ایقاں
تھزر دیوت نے تمس نبینؐ امارس
عطا کرنے خلافت غم گسارس
جہادس معنہ دیوت نے تمہِ فصیحن
زکوتک معنہ وون نے تمہِ رفیعن

تیمی دژ رویہ دینس نوو وجاھت
تیمی دژ علم دینس نوو بلاغت
زکوائس رَد کرن گو رد شعارس
نصابس حد کرن گو حد شعارس
تیمی ژھیوری ابل ون نار شرکک
تیمی کتری ابل ون مار شرکک
ونان پانس بنی لیس لتس لعینس
کرن پڑ پار نظرے لتس فتینس



## مومن اول

مومن اول امیر المومنین
آں صدیق وصاحب صدق و یقین
حافظ ختم نبوت آں جناب
قاطع کذب و شقاوت آں جناب
آں فہیم ذات پاک مصطفیٰؐ
آں رفیق مجتبیٰ، خیرالوریٰؐ

صابراہ تیوتھ سرفہ ٹو پھ اندری زرن
ماں زورن بیدار کرھن مصطفیؐ

اوش تسند پیو رویہ نازس مرحبا
نیندری گو بیدار ختم الانبیاءؐ

حال پرژھنے تس رفیقس دلبرس
لول بورنے تس صدیقس شہ پرس

تیوتھ نصیبا اوس کس خلقن اندر
تیوتھ رفیقاں اوس کس خلقن اندر

لیس عذابِ زہر کاسی مجتبیٰؐ
لیس لعاب دھن لاگی مصطفیؐ



## دُعائے مصطفیؐ

آں امیر المومنین ابن الخطابؓ
آں دعائے مصطفیؐ رمز نصاب

پارہ یمہ کور آتش ایران و شام
زیر یمہ کور قیصری ظلمک نظام

یمی امن دیوت عالمس عدلاہ کورن
یمی یہودی سازشن ژوٹ تاروبن
یمی سمجھ ایرانی نارک تار و پود
یمی دفن کور سامری سازک کشود
آں عدیل و عادل و روشن ضمیر
آں فقیہہ و فاتح و خیر کثیر
آں قندیل روح دین مصطفیٰؐ
آں فصیل و پرچم شہر ھدیٰؐ
آسہِ ہے ید وے نبی بعد از نبیؐ
آسہِ ہے عمرؓ رفیع گفت نبیؐ



## حیا سراپا

ساز رقصاں ووتھ حیا شاھس رمن
تازہ بختاہ گو پھولان رویس بمن
دون حدیقینؑ تاجدار و راچھی در
دون صحیفن نقشہ شیران رمزہ گر

سالہ اونی پانہ شاھن باحیا
مالہٍ کرئ نس ذالجلالی کیاہ تےٍ کیاہ
پوشہٍ ورشن پوشہ دامن پوشہ ون
پوشہ آنگن پوشہ رقصا پوشہ چھن
پوشہ پھُلیا پوشہ نقشا پوشہ بر
پوشہ لفظن پوشہ عکسا پوشہ تر
پوشہ صجن پوشہ شاچھ پوشہ بوے
پوشہ روین پوشہ گاچھ پوشہ خوے
پوشہ وردن پوشہ کپٹن پوشہ انگ
پوشہ زختن پوشہ نولن پوشہ سنگ
پوشہ رادن پوشہ نادچھ پوشہ لے
پوشہ نظرن پوشہ ابساں پوشہ مے
نور ابساں باحیاھس آنگنس
نور رقصاں با حیاھس آنگنس
براند گھہ ون براند اسہ ون مرحبا
نورٕہ جوین نور پھولہ ون مرحبا
آں شہید دین حق روشن ضمیر

آں فقیہ و صابر و خیر کثیر
آں سفیر سیدؐ کون و مکاں
نازنین و درخشاں و ضوفشاں
آں نقیب و حامل فتح مبین
آتش راز و نوا روح حزیں
شش جہاتن پہِ یکایک نورہٗ پرو
وزہ ملاگئَ ژاوٗ آنگنڑ ماہ نو
ساز ووتھ کوھن تہٕ جوین رہ کران
گاش ووتھ صحراوٕ پوشن رہ کران
آشہ باغن لجی پھولے روحن رمن
تازٕ ناگن گئَ دنن جوین رمن
کوترو ہیوٗت بول بوشن مہہ کرنڑ
بلبلو ہیوٗت پنجرہ دارین رنگ جرنڑ
نافہ رادن اسہ نہِ لوگ رقص سجود
کوہ اضمس پھولہ نہ لگی ناجن درود
ابرہ پارو آفتابس جامہ ولی
گاشہِ سنگرو تارکن ہندی جامہ چھلی

زونی کور شیہجار گاشک رنگ وتن

براندٕ ہ پھول انہاری گاشک آنہ زن

تازہ مشکن وول جہان رنگ و بو

پھولہ نہ لگی شمشادی خوابن کاخ وکو

لطف و کرمن شیور دامن آیتن

آنہ رقصاں گیہ سراپا غایتن

پوشہِ لفظن مشکہٕ دامن گو رواں

تابہ نوون آفتاب ضوفشاں

سرمہ لوگن ہرنہ چشمن آبہٕ رنگی

جامہ لوگن نازنینس خوابہٕ رنگی

واتہ وقتاہ خونہٕ سرٕ گژھی چانی تن

یتھ نہ تراوکھ جامہ یمہٕ وولہ مے بدن

کروٹھ آسی عشق و مستی امتحاں

اے پناہ مومنینِ ہر زماں

خونہٕ چانے رنگہٕ نہ ایہ ام الکتاب

چانہِ خونے معنہ لبی نو انقلاب

چانہِ خونے تازہ گژھ بیہ داستاں

نئی گرڈھن بیہ سازشن ھنڈی قہرماں
تازہ سپدن بیہ فسون سامری
نار ایران بیہ سپاہ زرگری
نئی گرڈھن فرعونی مصرکی نارہ ون
یمہٗ کرن تاراج بیہ لولک چمن
پرانی مانکن زال تراون یثربس
مولہ پراٹن شرم و حیہ ھس دبدبس
یتھ نہ ہارکھ دل تہٕ تراوکھ سروری
روح قران ناز کروٚنی دلبری
چھے سخاوت چانی وِردِ اصفیاء
شرم وحیہ ھکی جامہ چھی چانی ردا
خونہٕ پنہ نے زندہ کری زین میون دین
اے امین و وارث صدق و یقین
چھے سلامت چانہِ ساتین تشنگی
چھے نیابت چانہ رقصچ بندگی
وچھ سجود و امتحانچ انتہا
وچھ درود و رقص جانچ انتہا

وچھ رموز لشکر دین مبین
وچھ حدیث پیکر فتح مبین
وچھ نگاہ موسناں بر کاخ و کو
وچھ صلاح عاشقاں رمز نمو
اے رئیس کارواں جان سخن
اے حدیث دلبراں ناز چمن
اے صدائے ساقیاں اے پاکباز
اے ردائے عاشقان اے دل نواز
در ردائے جاوداں مستور شو
از نگاہ عارفاں مہجور شو
چھے سخاوت دیندارن وئی دواں
چھے لطافت استعارن وئی دواں
اے نوائے عاشقانِ جان جاں
اے پناہ تشنگانِ ضوفشاں
نارہ ریہہ ہیو ہارہ کالک خارہ پان
آبہٖ جوین نارہ ہانکل برم دوان
قیصری شاہ مار و شامی سود خوار

ہیکل و دیوارِ گریکی بازی گار
نار درمن نار ایران و ہنود
خاک کرہ ون آتشیں سحر و سجود



# تبوک

حض خلیلؑ زرؐ سہ رمز روزگار
اولین و آخرین و کامگار
پرتھ وجودک آنۂ اسہ ون لفظِ تار
پرتھ زمانک ساز و رقص و شہ سوار
ممبرس پیٹھ شاہ دینںؐ کور بیان
نارہ گجی چھو دین داران امتحان
فاقہ پھری مظلوم وہ ونی تاپہ کرائے
ایم نظارن زاجی کفرچی آپۂ نائے
درائے عاشق سارِ سمہٕ لتس لتھ ژھنتھ
ہوشہ اسہ ونی معنہ رزچی کتھ کرتھ

باشہ کرونی نغمہِ عزم و یقین
سوز و سازس مرحبا نور مبین
شوقہ تو ہندے لیکھۓ نہ ایہ نوؤ داستاں
یِی وچھان چھی آسمان دور زماں
اُرتہ بدرس معنہ بخشان چھی تبوک
کوہ لرزاں آنہ ابسان چھی تبوک
سازِ دوران گو رواں صدق و صفا
نصفہ ارزتھ آؤ ہیتھ نظم ھُدی
پاسبانی کرنہ ووتھ نطق حیا
مرحبا اے روح نوریں مرحبا
مرحبا صد مرحبا صد مرحبا
ژاوٚ اسہ ون یار غارؓ و ذی شعار
نازنین و دل فگار و پروقار
عاشقن ہوند کعبہ صدقک مختہ ہار
پیش نور اولیں لیل و نہار
قدم نازن بوسہ کرون یاسمین
مومنِ اول امیرالمومنینؓ

تھود تلیوِ سر اسہِ ونیو گر کیاہ تھوٗ

اے صدیقؓ باصفا ساز نمو

بس چھ کافی میانہ خاطر ذوالجلال

مصطفیٰ، نور ہدیٰ رمز جمال

شاہ دین و رحمت اللعالمینؐ

تار دیوہ وُن دوٕن جہانن مہہ جبین

اے صدیق دو جہاں صد مرحبا

اے رفیق دو جہاں صد مرحبا

از تہِ ہورم یڑھ عزیمت آسہ کس

یوتھ یقیناً چھی لیکھت ژے لانہ بس



# نازش افلاک یقین

اے حیدر کرار و جہاں بین و جہاں بان
اے روزن انوار و نگہدار و ثناخواں
اے طیب و مسکین و در لطف و عنایات
اے طاہر و تسکین و سر و رمز حکایات
اے نازش تسبیح و مناجات و امانات
اے راشد و تنویر و عنایات و کرامات
اے جان بہارانِ گلستان محمدؐ
اے راز بہاران شبستان محمدؐ
اے بوئے بہاران کرم نغمہ ذیشان
اے شاہ عطاران کرم معنی فرقان
اے نازش افلاک یقین وردہ طالب
اے جوئے بہاران بریں غمزہ غالب



چانہ ینہ گیر ننی سری رمز عشاق
چانہ وتی پیٹھ گیر فنا کاتیاہ مشاق

چانی لولن ہوٗ لولس کاخ و کو
چانی لفظن چاک کری جام و سبو
ذی العشیرس چانی قولن دیوت وقار
نازہ بستر رود کوتاہ بے قرار
ژے کروتھ نون فاسقن ہوند اضطراب
کفر و شرکک زمہریر و پیچ و تاب
ژے ونیتھ صبرچ تہ شکرچ انتہا
ژے وچھتھ المچ تہٕ جبرچ انتہا
ژے ونتھ صد معنۂ علم الیقین
ژے جرتھ صد پارہ عین الیقین
رہی کران حق الیقین چانس برس
کاخ و کو چرخ بریں چانس برس



## ۹

# معرکہ کارزار

خونہ سری گیہ فارس و روپچی زمین
پورہ سپدیو وعدہ فتح مبین
داب وسی پیہ رستم و سہراب سندی
خواب وسی پیہ پیکرِ ارباب سندی
نارہ ریہہ آس نارہ بانس منز برماں
نارہ پیکر اتھ خدا زانتھ نماں
دون خداین نقشہ گر دست دجال
پارہ کرون حرمت و عزت شغال
نورِ رمز ہستی و عز و وقار
نارہ کرون پارہ چھی باغ و بہار



# ملوکیت کلیساتہ نار

بادشاہی نار و شمشیر و ظلوم
غاصبن ہوند غاصبا نقش سموم
نور کتہِ تتھ جایہ آسی یتی چھ نار
اکھ کران بے دست و پا اکھ چھی بہار
نور نام ذوالجلال و کبریا
نور وصف اصفیاء و انبیاء
نور باواں رحمت و رقص سرود
مستی شان خودی اسہ ون درود
نور شان مصطفیٰؐ لس پیٹھ سلام
نور جان اصفیاءؑ علم و علام
نور کوثر زمزم و صبح و نسیم
آنہ ذاتک مصدر رشد و شمیم
نور قرآن نور فرقانِ حکیم
نور ایسان نور ایوانِ نعیم
نار نام ارزل و ضیق و ضلال

حاسد و جعل و جفا لعن و ملال
دشمن حق دشمن رشد و صفا
ورطۂ ظلم و جفا رقص طغی
آدمس پڑپارہ کرون سود خار
جرمتس بے سایہ کرون جادی گار
پاکی و صلح و سلاست لتس کھران
نارہ دزہ ون نارہ بیڑرین چھی گران
نار نمرودس دیوان ریہہ نارہ زال
آشہ ژٹہ ون مار فرعون و جہال
بے اصل چھی اتھ ونان روئے خدا
لیس چھ کرون بے نشان جورن جدا
سور کرہٗ دن آدمس نار رجیم
پوش جرون آدمس نور رحیم
چھی دوئی ہنز ابتداء سوی نارہ کھوڈ
چھی دوئی ہنز انتہا سوی نارہ کھوڑ
پارہ کرونی آدمس چھے نارہ ریہہ
نارہ ریہہ مردود سنز چھے مارہ تیہہ

ہر زماں چھی مشرکن ماری خدا
روِیہ ماری داستانچی ابتداء
داستان جاہلاں رقص ہنود
ابتداء و انتہاء عکس یہود
نار فارس نار نمرودک نشاں
پرتھ زمینس پرتھ زمانس خش کراں
نارہ سری چھے پرتھ زمینس ریہہ کراں
مارہ زری چھی پرتھ زمانس ویہہ کراں
روح و جسمس چھی کراں دوگہ نیاریم
فکر و علمس چھی کراں پڑپار یم
یم کران تھزرک تہ بجرک کاروبار
شراکھ لاگاں آدمس دست فجار
باگراواں آدمس خانن اندر
اشرف و اجلاف کین بانن اندر
اقتدارس، علم و ادبس تپتھ کراں
مذہب و روح شعارس ہف کراں
پانی پانس چھی وناں اعلیٰ مکاں

مالکِ خلق خدا، عالی نشاں
چھی زمام کار یوہندی اختیار
باقین خدمت یہنز چھی کاروبار
تم چھ تلہ پتی زادہ بے کار زماں
تمی چھی ازلی ارزل و بار مکاں
یم کراں پڑپار بخش آدمس
یم وواں تلہ نار روحس آدمس
دشمن جان، دشمن عز و یقیں
غاصب و جابر ظلوم و آتشیں
ابرھ تے بیہ تسند فوج و سپاہ
ریزہ کری نس مالکن کعبکی پناہ
زول نس سوری وجود و افتخار
حاسدس پڑپارہ کورہ نس کبرٔ نار
روم کوی قیصر تہ بیہ پاپائے روم
اوس تمی سند پشتباں ہمسایہ روم
کسرہن ژوٹ نامہ رحمت جبیں
نون سپد ظلم و جھولک آستیں

پادشاہی چھی نظام ظلم و جور
تخت شاہی آدمس چھی زشت و گور
پے امیوک چھی پیکر نار سموم
رقص مردود وشقی نقش ظلوم
مول پراٹان آدمس دست سقیم
دشمن دین محور نار جحیم
یمہٕ چھ آدمی ماز کھالان آسمان
پیکر نورس بناوان بے زبان
یمہ چھ کتران حرمتس بے وایہ پاٹھی
پے چھ زالان رحمتس بے وایہ پاٹھی
باشہ کرونی پوشہ نولن زیو ژٹان
آشہ رادن پوشہ مولن ٹکھ دوان
انگجہ کتران نکتہ دانن رہبرن
خش کران سوچس تہ فکرس نخوتن
بے ردائی، بے حیائی سگ دوان
بے کسن تے بے بسن شراکن متھان
بادشاہی دشمن عدل و شعور

چھی ولتھ اتھ نخوت و کبر و غرور
چھی یہ شرکک مصدر و ژولیدہ شر
لیس چھُ پراٹاں علم و ادبکی دارِ بر
بادشاہی دشمن توحید و نور
ریزہ کرہ ون عصمت و نور وطہور
پادشاہی عین شرک و کفرہ زال
گوڑ براں فسق و نفاقس بدخصال
بد زبان و بدگماں آشفتگی
خوف و دہشت ظلمت و شرمندگی
کبر و حکم و حکمرانی شوبہ ونی
تس حکیمس کبریاہس لوبہ ونی
زیب تمی سی حکمرانی چھے دواں
زیب تمی سی لامکانی چھے دواں
لاشریک و لازماں چھی کار ساز
چھی حکیم و گاشہ آگر آنہ ساز
کارتمی سندی حکمت و علمکی نشاں
بے زبانن لولہ رنزواں بے زباں

لاشریکس شرک شو بیا الاماں
الامان و الامان و الاماں
کار شیطان چھی کلیسا قیصری
دشمن دین امن و پزر و سروری
نون تہ چھون کرُون جہانس سود خوار
پرزہ کرون روح دینس بدشعار
آنہ روین چھی کراں بے دست و پا
پوشہ خوین چھی ولان مار انا
دین داری حشمتچی ژادر ولاں
شرم وحیہ ھس وچھتچی ژادر ولاں
پارہ کرونی وحدتس تثلیث ونار
عظمت و نور و طہورس بازی گار
تس خدایس ترین حصن منز باگراں
یُس چھ کن تے رحمت وعظمت نشاں
اہرمن دزہ ون مجسم نار نار
یا سرِ افلاک یزداں پرخمار
بین کران جسمس تہ جانس الاماں

ژھین کراں داوس تہ تھانس الاماں
دشمن عقل و شرافت شرف جاں
دشمن علم و ثقافت نظم شاں
دشمن عدل و عدالت رہبری
دشمن فہم و ذکاوت سروری
تاج شوبان یس خدایس وحدتک
خالقِ ارض و سماء و جنتک
یس منزہ جسم و جان و شکلہ نش
یس چھ بالا پرتھ حدیث و عقلہ نش
یس چھ اول آخر و قاہر غنی
یس چھ باطن ظاہر و فاطر سخی
یس منزہ عیبہ تے پرتھ نقصہٕ نش
یس مبرا کمیہ تے پرتھ ٹوکسہ نش
سوی چھ بے شک لازوال و باکمال
لازمان و لامکان و ذی الجلال
تس چھ شوبان وحدت و یکتا وجود
عظمت انسانیت پزرک سجود

ناروائی ظلمت و جہل و طغیٰ
چھی دوئی ہوند زال رقص بے ردا
کائناتس بے ثمر کرونی دوئی
ناشناس و بے ہنر کرونی دوئی
چھی کنیر انصاف تے اصل عدل
تارِ باراں رحمتک روح غزل
ساز و آہنگ کائناتس چھی کنیر
بلبلن ہنز داستاں رقص و سرور
تارکن چھی ژھایہ اسہ واں رقصِ نور
مقتضائے عدل چھی کُنزے تہ بس
انتہائے عدل چھی کنزے تہ بس
چھے رسالت عدل و انصافک بیاں
پاکی و علم و صفا شرفک نشاں
چھی رسالت وحدتک سنہ ون بیاں
چھی نبوت وحدتچی خوشونی زباں
کار مرسل بار وحدت نون کڈن
وعدہ ازلک سارِ وحدت نون کڈن

ناره زالس پاره کرون مصطفیٰؐ
سازه جوین نازه اسه ون مصطفیٰؐ
مصطفیٰؐ چھی محور عدل و صفا
مصطفیٰؐ چھی سرور و صدق و سخا
شانہ بوڈ چھی پیکر و راز عدل
شانہ بوڑ چھی محور و ساز عدل
سوز ذاتن مصطفیٰؐ خیر الانام
خاتم رشد و ھدیٰ نظم پیام
حجت و توقیر و تفسیر عظیم
قاسم و دانائے کل ذات کریم
راکب براق و دلدل جان جاں
مظہر لطف و کرم وجہہ جہاں
صاحب علم و ہنر نور و ھدیٰ
قاطع ظلم و جبر فسق و طغیٰ
قاطع تبذیر و کذب کاذبین
صاحب صبر و رضا نطق و یقین
ذات پاکن تس وونی خلق عظیم

ہادی و انوار حق نور کریم
لولہ وون نس رحمت اللعالمینؐ
شوقہ وونۂ نس یا شفیع المذنبینؐ
اے شہید و شاہد و نور مبین
اے نذیر و صاحب فتح مبین
شوقہ چانے کن دیوتن یتھ عالمس
نور چانے ژھین دیوتن یتھ عالمس
اے شفیع المذنبینؐ روح امم
اے شفیع المذنبینؐ جان ارم
پایہ نازن ذو وندے یا مصطفیٰؐ
دادی لد چھس از کرم دادین دوا
از کریو نظر عنایت جان جاں
تھودتلیو از بے کسن رحمت نشاں
چھُو مبشر از بشارت رحمتچی
بے کسن تے بے بسن از راحتچی
از ژیٹو زولانہ ساری ظلمتکی
حسرتکی تے شرکہ زالکی وحشتکی

نخوت و کبر و ظلومن نال وول
کافرو تے مشرکو از زال وول
قاطع فسق و فجور و ظلم و جور
دام سحر ارزلاں تخت نفور
اے پناہ عارفاں نور وجود
جان جاناں محور کشف و درود
بر مژری تو سائکن شاہ زمنؐ
بے کس و بیمار جانن تائبن
اے امامؐ الانبیاء و مرسلینؑ
اے رئیس کاملین و اکملینؑ
اے پناہ عاشقین و صادقین
اولیاء و اصفیاء و راسخین
کعبہ جورہ نے حض خلیلنؑ صادقن
مادر آں مادراں حض حاجرنؑ
تمی ذبیح اولینن صابرن
نازنینن، واصلن تمی عارفن
معنی بدر و واحد ساز حنین

سائر کرب و بلا جان حسینؑ
تمی ونی اسباق جہد و ہجرتکی
داستان دشت زینبؑ وحشتکی
جیل خانن منز نوائے صادقینؑ
آں سکینہؑ آن امام العابدینؑ
صادقؑ آل عبا جان طہور
عارف روح زماں جان شعور
بو حنیفہؒ تلمذ جان علیؑ
آن رفیق راسخاں شان علیؑ
آں رئیس سروراں عالی نسب
فاتح نور و بیان روح ادب
مرکز روح و طہور و طاہرین
سایہ خیر الوریٰؐ آں کاظمینؑ
روح و جان اتقا حضرت نقیؑ
حامل علم رضا حضرت تقیؑ
عسکریؑ جان و امین صادقینؑ
روح رقص طالبین و عارفین

مالکؒ و حنبلؒ قندیل بوترابؑ
شافعیؒ جان زمن جاں جناب
مرحبا صد مرحبا صد مرحبا
شاہد و مشہود و جان ارتفاع
اے رئیس و پیکر نور مبین
اے نگار و محور عرش بریں
کعبہ جاں محور علم و یقین
بوذرؓ و سلمانؓ و ابن تاشفین



(۱۰)

# المستغاث یارسول اللہ صلی اللہ علیہ وسلم

صبح پھول نورہ ایوانن دواں تر
جران سنہاری جویو خوابہ منظر
چھ رقصان واوٗ فارانس زٕژن ہوند
چھ ابساں ناوٗ تابانس زٕژن ہوند
چھ ابسان نور زانپانن زٕژن زر
تھدین بالن تہٕ آرن آبشارن
تلن ناکھن تہٕ آرن گل عذارن
وڑرٹینگن چھ اسہ واں پوشہ دفتر
عجب مشکاہ گلن مژراں شیہول تر
اضم کور نورہ بارانن منور
خضر جوین سبز ناجن کروفر
سبز خوابن سبزپن گو معطر
برے ین دانن شہن پریڈان چھٕ میچھر

فلک رقصاں چھی سکی لس کوہ مروس
فلک ہیرن وچھان چھی کوہ صفہ ہس
پری ونہ ون وزاں زن غار حرہس
جران چھے واوٗ گراین حورہ ثورس
چھ تارکھ نب چھلان کعبس سراپا
پرواں زم زم گھاں کعبس سراپا
زبرون طورہ دامانس کران گتھ
مدینس نورہ دامانس کران گتھ
پروان قافس عجب خوشبو وجودس
پری ون واں عجب منظر درودس
ونان کوسم گلابن ہیرہ پاریو
بہی پوشن عنابن ہیرہ پاریو
کوٹھین مژریو پنجری دارین اچھر پٹی
برن مژریو سبز وارین اچھر پٹی
گل و بلبل کران گل نار گوشن
گل خنداں گل ترمے فروشن
چھ داودی ونان گل نار لالس

چھ نیلوفر پرواں نسریں ہواوس
کراں گل بار ہندی پوشن چھ جعفر
کران گل بار اچھ پوشن چھ نستر
گل خنداں چھ گل دانن جراں بر
گل شبّو چھ پیمانن دواں پر
چھ بٹہ پوشن لیو در رنگ آنہ اسہ واں
چھ کونگہ ٹورین ابر شیراں پرستاں
چھ آمت ژیرہ پوشن سونتہ دامن
جراں چھی دان پوشن ہوشہ جامن
بہی للٔہ واں اچھن منز آشہ ابرس
جران دامن گلابن مایہ زبرس
اضم شیران خضر جوین سراپا
گل مہتاب گل گونس چھلان پا
ضیا باری کران تارکھ بٹھین پیٹھ
ژنن پوشن سراپا سونتہ مالیون
اسن گراین پری ناگن چھ ہیون دیون
ثنا جاری عطر اسہ واں کنن پیٹھ

سبز پرتو سبز افسانہ اسہ ونی
کتھل پوپنر جران دامانہ اسہ ونی
سبز جوین مدری پیمانۂ رقصاں
پری روین مژھیلی افسانۂ اسہ واں
ژنن پوشن دنن لجی مژ خیالن
گلن دامن صبح وجی مژ خیالن

صبا اسہ واں صبوح لالہ زارس
نسیمس آنہ دامانس بہارس
پرون ہوند رقصِ نوراں نورہ پرتو
گلن ہوند مشکہ داماں حورہ پرتو
مژھیول پیچ پیچ کران وچھ ہاری براندن
نبک آئینہ ونہ واں آنہ شاندن

چھُ کلہ ویوٹھ ٹیکہ بٹہ نین نادلایاں
صنوبر کاڑ کڈون ساز وایاں
درخشانی کراں ابر بہاراں
فرسن ویرین پھٹان مشک عطاراں
نووی سازینہ بونین آنہ بریمہ جن

ژرین افسانہ اسہ ون طوطہ کتی جن
کتھل بلبل کران گتھ ویری وارن
پھولان گاشکی انبر وچھ پوشہ ڈارن
پری ونہ ون گہان چھی شش جہاتن
نووی عالم پرواں چھی کائناتن
پری ناگن وزاں پاتالی خوشبو
تھزن بیرن اسان الہ بیالی خوشبو
تھدین بالن ابر چھی گل بداماں
جرین جوین پرواں چھی عکس یزداں
گلن ہوندسوکھ موکھن انوار اسہ ونی
شہن سینن چھوکن اسرار اسہ ونی
دواں مہکار بارانس چھ زمزم
جراں اسرار فارانس چھُ زمزم
چھ غرناطہ پھولان مثل گل تر
سندھک صحرا پرواں جوئے منور
چھ مژرتھ آنہ پیمانن دروبر
دَواں جیحوں گیواں آیات کوثر

کران آلو فراتس تشنہ اکبر
وناں دجلہ زمینس پوشہ پروبن
ونان جہلم نگینس چھل سہ دامن
مڑھیلی نغمو ہواوس تارہ چاریکھ
رسیلی لفظو ہواوس تارہ چاریکھ
گلن ہوند آنہ ابسانن گو زبرون
اوشچی خوشبو سراپا تربدامن
ہیکین ہوند ساز افسانن دواں تر
صدا رقصاں جراں فلکن نوی بر
نوی رفتار گفتارس گناں گیر
نوی انہار انوارن نناں گیر
فرش شیہلیو پھولس شہجار ہرسو
جوین لوگ تر گلن مہکار ہرسو
عرش نازان زمینس آوٙ دلبر
فرش نازاں بہ وچھ ہن رویہ اطہر
گلن خوشبو جوین ہوند آنہ ابساں
پرون ہوند پے ستارن نازہ رقصاں

سر مولا شہہ بطحی نظر کن
مہہ تاباں مہ اسری نظر کن
غریبن بے کسن ہوند ماہ تاباں
یتیمن بے پڑھن ہوند شاہ خوباں
چھی ماویٰ تشنہ کامن بے زمانن
چھُ ملجا مہہ جبینن سرو خامن
گلابن آنہ روین پُش پناہا
صغیرن بے رداہن پُش پناہا
شرین ہنز ستھ برٛن ہوند ڈوکھ محمدؐ
لرین ہنز تھر مرین ہوند ڈوکھ محمدؐ



## ۱۱

ریگِ زار کربلا انوارِ جاں
حجت شاہِ زمن نقش زماں
مرجع نور و سرور سرمدی
خاور عزم و یقین و تشنگی
دین حق با ذات اور رخشندہ شد
رمز دینِ سرمدی فرخندہ شد
نظم دین و سرور کون و مکاں
یافت روح و زندگی باعزم شاں
کربلا اے کربلا اے رزمِ زیست
تابش روح زماں اے عزم زیست
چاڑی لولن تھر فروغ کہکشاں
فاتح ڈابھیل و رزم جاوداں
زندگی ہنز کشمکش عزم سجود
زندگی چھے معرکن بخشاں درود
طارقؒ و ابن قتیبہؒ جان حق

آنہٕ والیکھ باطلکی ساٲری افق
پیر پیرانؒ سنجریؒ الہاشمیؒ
میر میرانؒ شیخؒ نورانیؒ سخیؒ
نقشبندؒ و حضؒ رفاعیؒ شاذلیؒ
شیخ نجمؒ و سہروردؒ و کاملیؒ
الغزالیؒ با یزیدؒ و ادھمیؒ
یا جنیدؒ و مصریؒ و طاہر غنیؒ
شیخ حمزہؒ آس رئیس عارفاں
پیر خاکیؒ قاریؒ روشن بیاں
تارہ بلی کینی احمدؒ روشن ضمیر
نارہ بلی کینی احمد عصر و فقیر
شیخ حمزہؒ پیر ما شمشیر ما
کاشرین ہوند بادشاہ توقیر ما
یمہ چھ ساٲری پرتو آلِ بتولؑ
یم غلام و عاشق آل بتولؑ
شیخ حمزہؒ مرشد روشن ضمیر
نازش رود حریم و دل پذیر

محرم راز کتاب دل نواز
حامل رقص طرب سوز و گداز
ساحل کشمیر یاں فرد فرید
تابش افسانۂ ساز رشید
اے ردائے انبیاء شاہِ امم ؐ
اے پناہ اصفیاء شاہِ امم ؐ
اے رئیس اصفیا ابرِ کرم
اے امام الانبیاء ؐ نظرِ کرم
یا نبی مظلوم و مقہورن پناہ
بے کسن بے مایہ مجبورن پناہ
بے کس و بے کار تے لاچار گیہ
بے بس و بیمار تے بے سار گیہ
بے ردائی پارہ کری رچھی تو شرم
بے کسن ووٗنی کاسی تو رنج و الم
داد خواہی بے کسن یا مصطفیٰ ؐ
گوش تھاویو بے بسن یا مصطفیٰ ؐ
عزتس تاراج گو پژ پار گو

کاروبارس تے گرن لرہ پارہ گو

پرؤہ دارن جامہ پڑھ نیکھ ظالمو

خائنو بدکار ہونیو جابرو

پرؤہ پوشی ووئی کریو بہر خدا

پاس نام فاطمہؑ یا مصطفیٰؐ

چھس غلام فاطمہؑ آل رسولؐ

ناؤ سینس چھم کھنتھ کری تو قبول



